# رَتھ وٚنٛدَے مارِنٛیٖو

پوٗرٕ وقتی کأشُر سٹیج ڈرٛاما



مکھن لال صراف

کِتاب : رتھ وندے مالِنیو (کوٗشُر ڈرامہ)

مُصنِف : مکھن لال صراف

کمپیوٗٹر ڈی ٹی پی : رِنکوٗ کول # 9419136369
IILS D.T..P Center
471-A, Sec-2, Vinayak Nagar,
Muthi, Jammu - 181205

سال اشاعت : 2011

مول : Rs. 150/=

تعداد : 500

پریس : جے کے آفسیٹ پرس دہلی۔

کِتاب میلنک پتاہ:

ا۔ مکھن لال صراف، دُرگا نگر-2، روٗپ نگر، جموٗ 180013

موبائیل: 9419118344، ٹیلیفون: 0191-2593582

۲۔ کِتاب گھر، کلچرل اکیڈمی، کنال روٗڈ، جیول چوک، جموٗ۔

۳۔ کِتاب گھر، کلچرل اکیڈمی، بڈشاہ چوک، سرینگر۔

# کِردار

١۔ بڑ ہما (یہِ چھُ اکھ دیو مالٲیی کِردار، شۆبہِ دار آواز، قداور تہٕ دیو مالٲیی پوشاکھ، تصوٗر یا کِردار)

٢۔ نرٛکہِ راز (شۆبہِ دار رازٕ یُس نرٛکس پیٹھ راج تاج کران چھُ)

٣۔ ناردمُنی (تنِ تنہا، دھۆتی گرِتھ زنگن، اَمی سٕندِ خاطرٕ چھُ گُنہِ تہٕ جایہِ پھیرُن تھوٗرن یلہٕ)

۴۔ کریم دین (ژون کوربن ہُند مول، پَنس پاگرٛؤس، 55 ؤہر)

۵۔ زوہرا (شکیل تہٕ باغارتھ ژون بیٚنین منٛز زِٹھ کریم دینٛز کوٗر، 28 ؤرِش، یِہاٲے لڑکی کرِ گۆ پالہِ ہُند رول تہٕ)

٦۔ لالا جی (گامس منٛز سودٕ بیاز کران، سخ کنجوٗس، 58 ؤہر)

٧۔ بدرالدین (ژورن زنانَن ہُند رۆن، عاشق مِزاز، آڈت، 59 ہُہر)

٨۔ گُردیال سنگھ (گامی، یِہوے کرِ پُلسہِ افسر سُند رول تہٕ، 58 ؤہر)

٩۔ سِپاہ (آزادی بڑونہم پُلسہِ وول، دستار، پأتوٗ، کِٹ، ملٹری بوٹ، 55 ؤہر)

١٠۔ بانڈ (لکہِ پأتھرُک کِردار، اَمی سٕے اتھِ چھُ یمہِ ڈرٛامہک سوٗترٕ، 28 ؤہر)

١١۔ مورِد (کفن ؤلی ؤلی نرٛکس منٛز پراران)



# ہِدایت کارسٕنٛدِ خاطرٕ

یہٕ چھِ حصول آزأدی بڑ وُنہہ کتھ۔ لہٰذا سَپدِ پوشاکُک تصوٗر تمی آیہٕ۔

گوٗپالی تہٕ بانڈ چھُ یِیمہِ ڈرامہُک مرکزی خیال ازکالس ستی جوڑان۔ یِم چھِ سمے۔ لہٰذا چھُ یِہُنٛد پوشاکھ علأقی لِباسس کُن اِشارٕ کران۔

یِیمہِ ڈرامٕچ عمل چھِ تیز لہٰذا گژھَن منظر اکھ أکِس پتہٕ بدٕلنٕ یُتھ نہٕ کُل ہُم روأنی راوِ تہٕ اَمچِ کامیأبی پێٹھ پێیہِ اثر۔

مکھن لال صراف



یہِ ڈراما چھُ جناب کرشن چندر ِسنٛدِس أکِس
اُردو افسانس أنٛدی أنٛدی دآیِراوِنہٕ آمُت۔

-مکھن لال صراف



یمہٕ ڈرامیٹک گوڈنیُک پأتھراو سَپُد کالی داس تھیٹر سرینگر کشمیرٕ ڈٲسی جموں و کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر تہٕ لینگویجز سرینگرٕ کہِ اہتمامہٕ جشن تمثیل 2009-10 ہِکس سِلسِلس منٛز مارچ 2010 ٹیگور ہال سرینگرس منٛز عیاش عارف نہٕ ہدایت کأری منٛز پیش۔

یمو فن کاروا تھ منٛز کأم کٔرِتمن منٛز اۍسی:

پرٕد ووتھنہٕ بڑوٗنہِ چھِ اندرٕ سٹیجس پیٹھ بجہٕ گنٹایہٕ ہنٛدِس

دوٗیہٕ ترٛییہِ لٹہٕ وزنس ستی ستی زبردست ووسہٕ دژوسہٕ شوٗرٕ سپدان

تہٕ خوبصورت علاقائی موٗسیقی چھِ کنٛن گژھان۔ موٗسیقی ہنٛزٕ

بنٛدی شہٕ ستی چھِ کن کھڑا گژھان تہٕ باتیچ لے بوٗزتھ چھِ دِلس زَن

تھف لگان۔

گنٹایہٕ ہنٛز بیا کھ آواز چھِ گژھان۔ لے چھِ بدلان تہٕ وارٕ

وارٕ مطلب سوٗت سوٗت کنٛن گژھان۔ گنٹایہٕ ہُنٛد ترٛے یم ٹاس

چھُ گژھان تہٕ اَتھ ٹاسس ستی چھُ لوٗکُٹ بانٛڈ تہٕ گُپاژِ زَن تہٕ

(Procenium Line) پیٹھ لاینہٕ یِوان تہٕ پھرٕ کہٕ ہتی اکھ

أکِس نزدیک یِوان......

گُپاژ : لیچھِ لٹہٕ ووٗنے اَسہٕ ہا چھُ آبائی کار بانٛڈِل کرٕنی۔
لوتہِ پاٹھی نیرٕ ہاو ہرٕد کالہِ مانگیہٕ تہٕ سوٗمبرِتھ
سائمتھ کرٕ ہاو گذارٕ بہِیس ہردس تام۔

بانٛڈ : مہٕ پیار ہردس۔ ئژ مہٕ کر۔ گوڈٕ گژھو یمہِ ٹاسہٕ
نیرِنی۔ اِد بوزَو۔

گُپاژ : اَسہِ کم ٹاس چھِ......

(اتھ منٛز گمٹٲیہِ ہُنٛد بیاکھ ٹاس گژھان)

بانڈ : رٔٹنٛز ہَسا۔ یِم نٕے چھِنہٕ برٛمٕنٛز ٹاس۔ دَپھ اَمہِ ٹاسہِ چھُنہٕ اِنسان موکلان۔ اِنسان روزِ زِنٛدٕ مگر زُو نیرِس یِنٛد رٹلوٚ ستی......

گُپالی : مےٚ مہٕ پھرٕ کہٕ ناو تہٕ تِھ پاٹھی دَو دَو بونہِ باغو تہٕ ویرِ وارَو منٛزی۔ مہٕ وَن ژٕ کُس خطا چھُتھ کوٚرمُت بہٕ ہیمہٕ نوٚمن وُچھن والین مآفی......

''ہَے وُچھن والوٚ بیٚنوٚ تہٕ بایَو۔ میٚہ ہَساٚ چھِ صرِف یہِ غلطی گٔرمٕژ زِ تیٚمِس بانڈس پتھ چھُم چھوٚپمُت۔ یہِ چھپُن میٚون اگر نہٕ توٚہہِ خوش چھُ کران توٚہئ مہٕ یِیِو سون حال زاننہٕ۔ ئلی کہِ وُچھو توٚہئ پٔنُن حال پانٕے تہٕ پٔنُن چھپُن وُچھِتھ یِیلہِ توٚہہِ سرِن تہٕ ڈلن منٛز منٛد چھو۔ پتہٕ متہٕ یِلی تو توٚہئ اَسہِ ئتِر ژاننہِ۔

بانڈ : ہَیے۔ یہِ کہے چھکھ ژٕ یِمن وُچھن والین ونان۔ یِمن بیچارٕ بن چھِیہِ پتاہ۔ زوٗنہِ نہٕ آختاب سٕنٛز

پے تہٕ آختابس نہٕ زوٗنہِ ہٕنٛز خبر۔ کُس کرِ بأگی چھُ کھسان تہٕ کرِ بأگی وَسان۔ سیٚدٕ بودٕن لوٗکن کیاز چھکھ ژٕ زبو انان...... متے کرٕناو تہٕ مےٚ کھش...... او گاڈ۔

گُپألی : کوٚسہٕ گاڈ۔

بانڈ : تیل ئلی گاڈ۔ مےٚ نئے وۄن نہٕ سو گاڈ۔ مےٚ وۄن گاڈ۔ مطلب میٲنہِ خوداے۔

گُپألی : ییٚلہِ اِنسأنے غلط کرٕ۔ گاڈ کیٛاہ کرِ۔

بانڈ : مےٚ کیٛاہ کوٚر۔

گُپألی : ژٕ ے کٕرتھ خودکشی تہٕ بہٕ کٕرتھس وتہِ پٕٹھ مارٕ۔ ژٕ ے کمی ونیو ے منٛزِم یأری کار کران۔

بانڈ : مےٚ کس کٕر منٛزِم یارٕ ز؟

گُپألی : کرٕیم دٕہن نہِ کوٗرِ تہٕ لالہٕ مَصرِس۔

بانڈ : دوشوَے تتہِ تور ییٚتہِ چھِ۔ مےٚ نئے کوٚر گوناہ۔ اکھ چھُ منگان بیاکھ چھُ دِوان۔ نُسے گو خاندر۔ کٕرمَس چھِ کوٗر بالغ۔ تَس پرٕژھنے ماسٕپد یہِ کار۔

گُپاٗلی : تیٚلہِ کیاَزِ آو گام ژٕستھ۔

بانڈ : تی تہٕ دڑاے اٗسی وُچھنہِ۔

(پَس منظرُک باٗتھ چھُ وارِ وارِ کنَن گژھان۔ گُپاٗلی تہٕ بانڈ چھُ پردِ کہِ کھوورِ طرفہٕ نیران اندر اژنہٕ باپت تہٕ پردِ چھُ وارِ وارِ ووتھان)

(مُسلمان، سِکھ، بٹہٕ تہٕ واریاہ گاٗمی چھِ باٗتھ گیوان گیوان کریم دٕہن نِس آنگنس مَنٛز وتان) (باٗتھ تہٕ کِردارن ہُنٛد پکُن تہٕ نژُن چھُ باقاعدٕ تہٕ پُروقار پوشاک تہِ چھُ خوش یِوُن)...... کیٚنٛہہ گاٗمی نفر چھِ دورِ وُچھان تہٕ یِہُنٛد وُچھُن چھُ منظرس (Balance) کران تہٕ پُروقار بناوان)

(موٗسیقی چھِ پسِ منظرس مَنٛز چلان روزان تہٕ یِم کِردار چھِ باتٕچ گوڈنچ لاٗن پران...... تہٕ ہتی کریم دٕہن نِس آنگنس مَنٛز نژان۔

## (وِیگو وژُن)

سأری :

| | |
|---|---|
| پوشہِ پتھرِ ہنٛز پڑٲنی کتھاہ | رتھ ہا وٕنڈے مالِنیو |
| کریم دٟینٛی بازر کتھاہ | رتھ ہا وٕنڈے مالِنیو |
| زوہرا کوٗر چھِ گاٟمچ نوٗر | گرس منٛز چھِ شمع زوٗر |
| بدرالدٟینٛی چلہِ نہٕ کتھاہ | رتھ ہا وٕنڈے مالِنیو |

دیال سِنگھ : (بأتھ گھوان گھوان زن چھس لٹھ یِوان) کریم دٟین۔

ساری : موردا باد۔

دیال سِنگھ : کریم دٟین۔

سأری: موردا باد۔

بانٛڈ : (اژان اژان وجدس منٛز یِوان) زوہرا کوٗر۔

سأری : زندا باد۔

گُپألی : شمع زوٗر۔

سأری : زندا باد۔

بانٛڈ : گاٟمچ نوٗر۔

سأری : زندا باد۔

باٹھ : نۆرِ رے نۆر۔

سأری : زندا باد۔

گُپأٹی : صُبحُک نۆر۔

سأری : زندا باد۔

گُپأٹی : زوہرا کۆر۔

سأری : زندا باد۔

(یکدم چھُ باٹھ تہٕ گُپأٹی اندٕ کُن نیران تہٕ کتھ کران......
باقے لکُن ہُنٛد زندا باد تہٕ موردا باد چھُ نہٕ وآے وآے
جأری روزان مگر آواز چھنہٕ وُچھن والین تام واتان)

گُپأٹی : مےٚ تارکھ نا فِکرِ أسی کیٛازِ چھِ زندا بادس ستیٛ تہِ پکان تہٕ موردا بادس ستیٛ تہِ پکان۔

باٹھ : وُنی کنٛہٕ کٲنٛس چھِ أسی لکہٕ ارساتس منٛز پھٔسِتھ۔ وُنی کنٛہٕ کٲنٛس گوتی کرُن یہِ یم کرن۔

گُپأٹی : ژٕرے چھُکھ نا وَنان اَسہِ چھنہٕ تہِ کرُن یہِ لُکھ کرن۔

باٹھ : (تنگ یِوان) کیٛازِ؟

گُپاٗلی : تہِ کیاہ زِ ژ چھُکھ ناوَنان أسی چھِ عام لۄگو کھوتہٕ ہنا تھٕدی پہٕن۔ تہٕ اَز کیاہ زِ ؤتھی أسی بوٗن۔

بانڈ : یتھٕ پاٹھی مہٕ رٹھ مےٚ کاژِ تل۔ ییٚمہِ دوہہ مےٚ فِکرِ ترِ أسی چھا موردا باد والِبن ہتی کِنہٕ زندا باد والِبن ہتی۔ تمہِ دوہہ ونےٚ......

گُپاٗلی : تیلہِ کمِن ہتی چھِ أسی وُنی کِنبٕس؟

بانڈ : ہیأے گُپاٗلی (سٔخ باثبراں) کھش کرٕناوکھےٚ مےٚ عوامس اتھ......

وُنی کِنبٕس نہٕ چھِ أسی کورِ والِبن ہتی تہٕ نہٕ چھِ گوبرٕ والِبن ہتی...... أسی چھِ وُنی کِبن صرِف ملایہِ والِبن ہتی۔ یکھ...... دِنعرس جواب۔ ہے۔ (سأری وُچھان أمیے کُن) ...... بدرالدین......

سأری : موردا آباد۔

بانڈ : بدرالدین۔

گُپاٗلی : ہتا تٔمۍ بچارن کیاہ کوٚر۔

سأری : موردا آباد......

باٹھ : ہے سونہٕ چراغ......

سأری : موردا آباد۔ موردا آباد۔ (نعرن چھِ نیہج ڈلان)

باٹھ : ہے بدرٕ ژُچ......

(بدرالدینس چھِ آسان ژور زنانہٕ)

سأری : موردا آباد...... موردا آباد......

(باٹھ چھُ نرے یاژٕ ٹکان تہٕ باقے لگھ چھِ نعرٕ دِوان)

(تہٕ أتھی منٛز چھُ کریم الدین تہٕ پڑانہِ زمانک پُلسہٕ وول

اژن۔ پُلسہٕ ل چھُ دستار، کِٹ، پاتو تہٕ پڑون بوٗٹھ

لأکھتھ۔ امہِ ستی گژھِ ڈرامایی عملہِ ہُنٛد وَکھ متعین)

پُلسہٕ وول : ہے۔ اَمن وقونوٕنچ خلل یُس اکھاہ کرِتِہٕنٛدِ خأطرٕ چھِ تھاٹکی درواز یلہٕ تہٕ یُس اکھاہ نرِ واہِ تَس وایَو أسی ڈھول تھأنس منٛز...... یُس بڈ شاہ کھالہِ والہِ تِہٕنٛدِ خأطرٕ تہِ چھِ کوٗٹھر حاضر یہِ چھُ انگریز حاکمن ہُنٛد فرمان...... سنگ بأری خأطرٕ یوٗرٕ تہِ سنگ بأری ہُنٛد بندوبست یِوان کرنہٕ یہِ تہِ چھُ فرمان۔

کریم دہن: تہٕ مےٚ دِی تو تتھ فرمانس پیٹھ عمل کرنہٕ یُس فرمان مےٚ تہِ لالہٕ مِصرِی پانہٕ وأنی طےَ کوٚر۔

پُلسہٕ وول: طےَ کیٛاہ گو؟

کریم: یِی زِ زوہرِ چھِ میٛأنی کوٚر۔ بالغ تہٕ عاقل۔ مےٚ چھُ تس خانٛدر کرُن۔ یِیٚتہِ خوش کرٕہم تہٕ تتہِ۔ کأنٛسہِ چھا پھأنٛسی۔

بانٛڈ: أس وٕتھ۔ بہٕ انےَ ہرِی وول کڈِتھ۔

گُپألی: ژٕ ے کیٛا زِ چھُکھ مٔنزس پھسان۔

بانٛڈ: تہِ کیٛا زِ یم سأری یِز چھِ پُلسہٕ وول وُچھِتھ انٛد کُن روزان۔ توٗ ے چھُ مےٚ مٔنزس پھوان یُن۔

گُپألی: ژٕ تہِ روز لوٚب۔

بانٛڈ: اگر سأری لوٚب روزن تیٚلہِ گژھِ یتھ گامس پُلسہٕ راج تہٕ اَسہِ چھُ پتہٕ پُلسس پرٕژھُن "ہے أسی گرو کورِ خانٛدرٕ"۔

سأری: تہِ چھُ ظُلم۔

دیال سِنگھ: اَسہِ گژھِ آسُن پٔنُن دور۔

ساٗری : (ہیڈ ان پُلسہٕ وآلِس) فِٹس فور تہٕ فٹس فور۔

دیال سِنگھ : یِمن گرٕھن ژونہِ نہِ ژور۔

ساٗری : فٹِس فورفٹِس فور۔

پُلسہٕ وول : بَس گرٕبو...... یہِ چھُ انگریز راج۔ نستہِ نوٗکر گرِتھ گرٕبو تھانٕدار صاحبس بڑونٕہہ کنہِ پیش۔ کیس اگر درٕج گوٗو کانٕہہ اکھاہ موکلاو نہٕ پُلسہٕ زالہٕ منٛزٕ۔ کھنہٕ بلہٕ پیٹھ کھاٗنٛی یار تام۔ کرٕ کہٕ گرِ وبند تہٕ نیرِ و پنٕنہِ پنٕنہِ وتہِ۔ چلو...... چلو چلو......

(لوٗکن کڈان...... ساٗری چھِ نیران کھووٕر طرفہٕ بون سٹیجہِ کِنیٛ RSD۔ تلہٕ تام چھُ گاش کریم دینس پیٹھ مرکوٗز گژھان۔ یلہٕ تام ساٗری لُکھ ما سِوائے پُلسہٕ وول سٹیجہِ کہِ دٕچھنہِ طرفہٕ گوڈنیچہِ وِنکہِ کِنیٛ نیران چھِ۔ کریم الدینس پیٹھ چھُ وارٕ وارٕ گاش تحلیل گژھان)

بانٛڈ : اَز دٕراے اٗسی تہٕ پگاہ کیٛاہ بنہِ۔

بٹہٕ : زمانہٕ چھُ خراب گوٗمُت۔ اگر از کریم دینن یہِ قدم تُل۔ پگاہ تُلہِ رام جوٗ۔ کاٗلی کبتھ دیٛال سِنگھ۔

تہٕ یِتھ پأٹھۍ ووتھِ کور بَن پرٕد۔ ازکرِ زوہرا کٲر

ژھوپہٕ، پگاہ ٹُلن کٲرِ جھنڈٕ اتھس کیتھ مالین

خلاف۔ أزِچ کٲر چھِ پکھچ مأج۔ تہٕ ماجِن ہنٛز

بے حُرمتی ماگرژھِ سانہِ گامہٕ پیٹھٕ شوٗرٕ گرٕھنی۔

دیال : مشور کٔرِو۔ از مٔرِ وتیٚلہِ روزِو پگاہ زِنٛدٕ۔ کریم دینہٕ

نِس ظُلمس خلاف کٔرِو احتجاج۔ توہیٚ تہٕ مٔرِو۔

گُپأنی : احتجاج کٔرِو۔ مگر تیٚلہِ ییٚلہِ أسی ماجِن بیٚنِن ہنٛدِ

خأطرِ اِنصاف منٛگو۔ اَسہِ ستی گُس نیرِ۔ تہِ کٔرِو از

فأصلہٕ...... تہِ کیازِ توأریخ چھِ ییٚ وَنان زِ ییٚلہِ

ییٚلہِ اَسہِ اِنصاف موٗنگ...... کرٕکہٕ ناد ووتھ زنٛدا

اباڈُک......

پتہٕ ییٚلہِ أمی کرٕکہٕ دِنہٕ وألی ڈٔچھنۍ کھوٚوری نظرِ

دِژ...... أمِس گو نہٕ کانٛہہ اکھاہ نظرِ پأنس

ورأے...... تی اگر بیٚیہٕ چھُ کرُن تیٚلہِ دژ اَیس بہٕ

(اوٚرٕ یور نظرِ دِوان تہٕ لُکن وَنان) چھا کانٛہہ یُس

زوہرا کورِ ہنٛدِ خأطرِ اِنصاف منٛگہِ۔ چھا کانٛہہ

سرفرۄش یُس کریم دپنس یہِ کوٗر نیلام کرنہٕ نِشہِ

پتھ رٹہِ (خاموشی) اَسہِ گوٚیِ ...... پتھ کالہِ تہِ گو

یِی ...... اَز کالہِ تہِ چھُ یِی سَپدان ...... تہٕ ییٚلہِ

اَسہِ زانٛہہ کانٛہہ پننٛ حکوٗمت تہِ آسہِ۔ مےٚ چھُ پوٗر

یقین تیٚلہِ تہِ گژھِ یِی ...... تہٕ میٲنی وٲرِث در

گُپاٗلی تہِ آسہِ میٲنی پاٹھی ہلم داٲرِتھ کوٗرٮ۪ن ہٕنٛدِ

باپتھ اِنصاف منگنہِ توہہِ برٛونٛہہ کنہِ کھڑا۔

(ساکتِ سپدان۔ لوٗنٛچہٕ وٚش وۄتھران تہٕ پتہٕ نیران)

باٹھ : ژٕ کوٚت دژا یکھ......

گُپاٗلی : (ٹھہران) زوہرا کوٗرِ ہٕنٛدِ خاطرٕ منگہٕ گُنہِ استان

ڈیڈِ پیٹھ رحم۔

باٹھ : یمن کیاہ ونو۔ یم اَسہِ ستی چھِ۔

گُپاٗلی : توہہِ تہِ منگو ییمہِ گامچہٕن کوٗرٮ۪ن ہٕنٛدِ خاطرٕ پنہٕ نٮ۪ن

پنہٕ نٮ۪ن عبادت گاہَن منٛز رحم۔ ہے رام جوٗ۔ ژٕ

چھُکھ بھگوان رامس پیٹھ پوٗزا کرن وول پُزٲری

تلہٕ مہارا...... (سونٛچان) جویہٕ پیٹھ کِس آرٕ پلس

پیٹھ ہتھ کر تہٕ سو منہٕ ییمہٕ شایہٕ ہنزن کوٚرہن آہی۔

بانڈ : ہے پکِو سأ پکِو...... اَز وُچھورام جوٚنہٕ ژٕسی کیاہ واتہٕ اند۔ پکِو۔

(ساری وارٕ وارٕ نیران۔ ژٕچھنہٕ طرفہٕ تہٕ لگھ نیران نیرانے چھُ پتہٕ کنی نرکا پوٚری ہنز ژونی ڈیڈ دژینٹھ گژھان...... تہٕ Flash موٗسیقی ہندِس پسِ منظرس منز چھُ بڑہما جی آپاری اژان تہٕ نرکا پوٚری ہنٛد مالکھ نرکہٕ راز چھُ پتہٕ پتہٕ پکان)

(موٗسیقی ہنز دیو مالأیی چھِ شوٚر وٗ سپدان)

(پَس منظرس منز چھِ کفن وٗلی وٗلی مورد تِتھٕ پأٹھی حرکت کران زِ وُچھن والین چھُ باسان زن چھِ یِم ربرٕ وِ آتمایہٕ...... بے وزن زن وُڈان...... (ہانڈر لِک موٗمنٹ)

بڑہما: (اژان اژان) یہٕ چھنہٕ لوٚکٹ کتھاہ۔ میانہٕ حکوٗمژ منز آسہٕ کانہہ رازٕ تہٕ رازومنزٕ سہ رازٕ یَس زمین

آسمان کھوژان آسہِ۔ نژکہٕ راز تۄہہِ سۄنٛچو وارٕ
تۄہہِ کیاہ چھِو مےٚ وَنان۔

نژک راز : یہِ چھِ وئنتی مہاراج۔ کاٹھہ اکھاہ چھُنہٕ سُہ یُس
مێون ناو بۄزِتھ خوش گژھِ ہے۔ پرٚتھ اکھاہ چھُ
میٲنٛی کلپنا کران کرانٕے...... مےٚ نِش دۄر
روزنُک سنٛز کران۔ کاٹھہ اکھاہ چھُنہٕ مےٚ پۄزان
یَتھِ پاٹھی باقٕے رازن پۄزان چھِ......
یہِ سزا چھُو ونا تۄہی مےٚ دیُتمُت۔

بژ ہما: مےٚ کیاہ چھُ کۄرمُت۔

نژک راز : یٚیمہِ پرٛتھوی ہُنٛد سورُے چکرٕ چھُنا تۄہی اتھِ۔
یٚیمہِ وِزِ تۄہہِ حکومتکۍ یم وِبھاگ باگراۓ ووکھ تمہِ وِزِ
تہٕ دِژ مےٚ نارس نرِ۔ مہاراج مےٚ گژھِ نہٕ
نرکاپۄری ہُنٛد چارج۔ اِدِ کرمہٕ لیکھا میٲنٛی تۄہہِ زَن
آوِ بخیلس وُٹھنہٕ۔

بژ ہما: سیوٗ دَوَن بژ ہما آو وُٹھنہٕ۔

نژک راز : مہاراج تہٕ کِتھٕ پاٹھی ونہٕ۔ یہِ چھُ پزر یہٕ چھُس

نژک راز مگر نژک راژنی زِندگی چھےٚ نا بژ ہما جیَس اتھِ۔

بژ ہما : مےٚ وَن وُنن کیاہ چھےٚ۔

نژک راز : بہٕ کیاہ ونہٕ۔ وونی تھوٗکس ؤنی ؤنی۔

بژ ہما : تیٚلہِ کُس ونہِ مےٚ چانہِ بدلہٕ۔

(اتھ منٛز چھُ نارد جی نموٗدار سپدان)

نارد : مہاراج۔ نارایٔنہٕ نارایٔنہٕ۔ مےٚ ووت برابر اکھ ؤری توہہِ پژارتھنا کران زِ نرکہٕ راز گروٗن آزاد۔ یہ نہَ زِ أمِس منٛز چھُنہٕ کأم کرنٕچ قابلیت۔ صرِف اوِ موکھہٕ زِ أمِس چھِ کامہِ منٛز دِلچسپی ختم گأمِژ تہِ کیاِ زِ أمِس چھُ آدرست کار رووُمُت۔ سأری دیوی دِوتا چھِ پوٚزنہٕ یِوان۔ اِ نرکہٕ رازس چھِ پرٛتھ مرحلس منٛز اڈزاڈ تہٕ بے یَزتی سَپدان۔ پانہٕ چھو نا وُچھان مہاراج۔ پرٛتھوی پیٹھ کُس ہاہا کار چھُ مچومُت۔ تیمِس أکِس برنژِس منٛز مرُن چھُ آسان تس چھِ ستھ

ستھ اَٹھ اَٹھ دوہ لگان زُوکڈنس۔ سأرِے وبوستا
چھِ دڑ ہم بڑ ہم گأمژ......

بڑ ہما: مےٚ چھِ وارِیاہ شِکایژ وأژمژ۔ تیٚمسن مرُن چھُ
تمِس چھُنہٕ ماران۔ ماران چھُ ہنگہٕ منگہٕ تس
اِنسانس یَس وُنہٕ زِندگی چھِ۔

نارد: یہِ چھُ گہرا (Administrative) معاملہٕ۔ تہٕ اگر
اتھ سٔنو تیلہِ چھِ جنگی مرحلس پیٹھ چِنتن بیٹھک
کرٕنی۔ دیوی دِوتاہَن ہُنڈ بوزُن۔ یوسہٕ کتھ
جأیِز آسہِ سو قبوٗل کرٕنی تہٕ تیٚمی قونوٗنن ہُنڈ اولنگن
آسہِ کوٚرمُت تَس نرکاپوٗری ہٕنڈِس گیٹس پیٹھ
پھأنسی دِنی۔

بڑ ہما: نارد جی۔ ژٕ کرمےٚ ستیٚ الگ پأٹھی وِچار۔ أسی
کرو طے اَسہِ کیاہ چھُ کرُن۔

نرک راز: مہاراج توٚت تام ما روزٕ یہٕ الوئد۔

بڑ ہما: ژٕ کر چارج ہینڈ اووَر۔

نرک راز: مہاراج کس۔

بڑ ہما : سینیر موسٹ یَمہِ کینکرس۔

نرک راز : بہتر مہاراج۔ تہٕ چارج ہینڈ اوور کرِتھ کیٛاہ چھُ میٚہ کرُن۔

بڑ ہما : ژٕ لاگ پکھ تہٕ وات پرٛتھوی پیٹھ۔ پوشہِ پتھرِ ہنٛدِس کریم دیپنس تہٕ لالہٕ مُصرِس وُچھ کُس نیٛاے چھُ...... انیٛاے اگر چھُ نیٛاے کر تہٕ اتھ منٛز اگر کامیاب سَپدُکھ اَسی نمو نرکہٕ رازُن چارج ژٕے نِش مستقل پأٹھی۔

نارد : واہ۔

بڑ ہما : پرٛتھوی پیٹھ سَپدکھ ژٕ کس عام اِنسان سٕنزِ شکلہِ منٛز نموٗ دار۔ کانٛہہ پزٕ زناوی نہٕ ژٕ کُس چھُکھ......
نارد جی توٚہی پکِو مےٚ ستی اَسی کَرو میٹِنگ۔

نرک راز : تہٕ بہٕ......

بڑ ہما : نرکا پوٚری ہُنٛد مکمل چارج گژھِ یمہِ کینکرن حوالہٕ یُن کرنہٕ۔

(بڑ ہما تہٕ نارُد چھُ نیران تہٕ نرکہٕ راز چھُ گژھ دِوان)

نرک راز : ڈُبہٕ ڈاس

(کڑکھ دِ وان تہٕ أتھی ستی بجلی گاش ژھسہٕ گژھان)

(تہٕ سیٹ چھُ اندر ژانہٕ یِوان)

(ٹٹہٕ وار گاشس منٛز (Flickering) چھُ نرک راز

کھُلہٕ عملہِ منٛز نرِ وبران تہٕ زٕ ستھی زٕ ستھی قدم تِلتھ سٹیجس

ژان تہٕ اتھ منٛز زن چھِ أمِس پکھ یِوان تہٕ ریمپہ پیٹھ

کھٕستھ یوان پرٕتھوی کُن وُچھان تہٕ غاب گژھان...... پسِ

منظر چ موٗسیقی چھِ یہِ منظر پاتھر اونس منٛز مدد کران)

(یکدم چھُ گاش سٹیجہِ کہِ کھووٕر طرفہٕ spots

پیٹھ پیوان ییتہٕ گُپالی تہٕ بانڈ زن تہٕ کریم دہن نِس

آنکس کُن مسلسل وُچھتھ رہتھ ہی چھِ آسان گاٹی۔

گاش پیوان پیوانے چھِ یم دوشوے کردار حرکتس

منٛز یِوان)

گُپالی : أسی کیاز گیہ ووذی ییتہٕ تھے روٗ زِتھ۔

بانڈ : ہنگہٕ منگہٕ گُس گو ازتام روٗ زِتھ۔

گُپالی : اَتہِ گُس سونہِ چُر چھے ژے بوزنہٕ یِوان یَس ژٕ

ٹھوٗلن پڑ اران چھُکھ۔ (پیار ان)

باٹڈ : یہِ چھُنہٕ ضوٗ روٗری مےٚ گرٛشھِ سوٗنہِ ہٮ۪نٛز کوٗرِ لبنہٕ ہیٚنۍ تہٕ اِدِ گرٛشھِ یہٕ روٗ زِتھ۔ دَپھ روٗ زِتھ گوس کریم دیٚنۍ یہِ عمل وُچھِتھ۔

گُپاٗلی : یَس کوٗرِ پیٹھ یہِ ظُلم چھُ کران تسُنٛد تہِ چھُنا خودا۔ ژٕ وَن تس بھگوان...... گوٗرو مہارج...... کتھ چھِ گُنی۔ زوہرا زَن آسہِ نہَ مأژلس کیٚنٛہہ ہبٕکان وٕنتھ مگر أنٛدری أنٛدری آسہِ خودایس وِلہٕ زار کران۔ یہِ چھَنہٕ زوہرا کوٗرِ ہٮ۪نٛزٕے یأژ کتھ۔ یہِ ظُلمچ کتھ ہیٚکہِ کأنٛسہِ تہِ مُسلمان کورِ یا بدل فِرقچہٕ کورِ ہٕتۍ سَپدِتھ تہٕ اگر نہٕ یہِ ظُلم اَز ختم یِی کرنہٕ یہِ کرِ وچھ شٕکل یختیار تہٕ یِنہٕ وول وَکھ آسہِ اَسہِ کورٕ ہنٛدِ خأطرٕ گٹہٕ کارُک وَکھ۔

باٹڈ : یِکھ أسی تہِ اژوا تھ آنٛگنس منٛز۔ کیٛاہ چھِ پتاہ گُس فرشتہٕ یِی آدم شکلہِ منٛز زوہرا کورِ بچاونہِ۔

(یِم نیران نیرنے چھِ بجلی ژھٮ۪پہٕ گرٛشھان تہٕ

پَتہٕ کٔنیٚ چھُ کریم ہِندِس سٕنٛزِس گاشِس پھوان تہٕ گاش

پھٕنِس ہتی چھِ عمل شوٗرٕ گژھان۔ کریم دِہن چھُ اندرٕ

پیٹھٕ نیران بولان تس کِردارس کُن یُس اڈورٕ پٔڈ

ہِندِس رکھس منٛز اٚمی ہِندِس آنکنس منٛز کھڑا چھُ)

کریم : (أندری نیران ونان پانس ہتی تیتھٕ پاٹھی زن

چھُنٕس کانٛسہِ نُمت ژٕ نیر نبر) ...... وٕنی توگری مہٕ

کوسہٕ ترٛٹھ ژٕھنہِ پانس۔ کوٗر میٲنی، بہٕ مول۔

مول ہَسائ کرِ کورِ کھش ژٕے کیٛاہ سنا۔ ژٕ گُس مام

چھُکھ میانہِ کورِ ہُنٛد ...... اگر چھُکھ تہٕ بزٕنہہ گُن

یِہ۔ بہٕ تہِ وُچھِ ہے درمیان دارا آومیون گرٕ۔

ایماندارا ژاو میانِس مالس منٛز۔ دَگ دارا آو

سائنس گرِس منٛز روپیہ پھُٹٕج ہیتھ۔ ہے کریم صابا

رٹھ سائ یہِ چھے دیٛارٕ پھُٹٕج کرسائ کورِ خاندر۔ (لوکن

گُن) یہِ ہاسائ پتھ کالہِ سَپدان اوس۔ اَز چھِم ژھری

میٛٹھ۔ ہے۔ کیتہِ سا چھُکھ۔ تراو یہِ برُقہٕ۔ سَپد

نموٗدار۔ مردِ مُکمل ہِندی پاٹھی۔ وَن گری مَس

کیاز ِ کوٚرتھ زِنٛدٕ روزُن مُشکِل...... (اندرٕ پیٹھٕ کوٗر نیران، خوبصوٗرت تہٕ جوان)

کوٗر : ٹاٹھیا۔

کریم : گُری مہٕ وندی زُوٕ مےٚ ہےَ کُس تام ہنگہٕ منگہٕ بڑونہہ کنہِ کھڑا سپدان تہٕ پرٛژھان۔ خاندر کر چھُ۔

کوٗر : ٹاٹھیا۔ ژٕ اژھ اندر۔ ژےٚ چھے یہِ حالتھ پرٛیشانی ستی گرژھان۔ راتھ رات کیُتھ تہِ وۄتھُکھ ہنگہٕ منگہٕ دوٚیہِ لٹہِ۔

(کریم زن تہٕ لاٗرِتھ گرژھان کورِ ستی) پکھ اژھ اندر۔

کریم : اژھ ژٕ کوٗری۔ بہٕ تہِ اژِ۔ اتہِ چھُم دم ہیٚو گرژھان تہٕ چھُس یتھ صحنس کُن لاٗینہٕ یِوان۔ کوٗری اژ ژٕ (کوٗر اندر اژان) زانہِ خودا مےٚ کر وسن گوناہ نکھہٕ۔

(اٗتھی منٛز چھُ (spot) گاشراونہٕ یِوان تہٕ اکھ بڈٕ ریش

دراز اِنسان چھُ اتھ جایہ پیٹھ نموٗدار سپدان)

بُڈ : گوناہَن گرٛژھِ افوٗ تیٚلہِ ییٚلہِ ژٕ پنٕنہِ عملہِ نِش باز یِکھ۔

کریم : تیٚژ کیٛاہ چھِ مےٚ بد عمل۔ یوسہٕ میٲنِس تقدیرِس دولہٕ پچھِ روزان۔ (لہجہِ بدلان) تہِ گرِتھ ژٕ گُسں چھُکھ میٲنِس ذٲتی مالس منٛز۔ مَنٛز اژن وول بہٕ چھُس خودایَس نِشہِ پنٕنہِ عملہِ ہٕنٛدِ خاطرٕ پانٕ ذِمہٕ وار۔

بُڈ : کتھ تھاو دجہِ گنٛڈِتھ...... اگر ژےٚ پنٕنہِ کوٗرِ ہُنٛد سودا تِتھٕ پاٹھی کوٗرتھ یِتھٕ پاٹھی ژٕ سوٗنچان چھُکھ۔ ضوٚروٗر گرٛژھِ خودایے سُنٛد قہر ژےٚ پیٹھ نازِل۔

کریم : ہےَ ناٲزِل صاٲبا۔ کرٛوٗ یارٕ ژھوپہٕ۔ تَس خودایُس چھُنا پتاہ مےٚ کمہٕ مجبوٗری چھےٚ۔ کرناوتہٕ اکھ مجبوٗریا پنٕہ نِس خودایَس اتھِ میانہِ ناوٕ ختم۔ بہٕ چھےٚ ومرِ کھور چھٲلتھ۔ آہم ژھرِ وُے اتھوانگنس منٛز۔ نیر

لگے بلایہِ۔ لُبی لُبی پکی زِ۔

بُڈ : وارِ کر فأصلہِ پانس ئستی تتھ منز چھا کُنہِ رٔنگی تہِ انصاف درٛ پیٹھی گژھان۔

کریم : بہٕ ما چھُس انصافُک مام۔ انصاف گو توہہِ تہِ تُہُند بن آقاہن ہُند گہنہٕ۔ میٲنی کِنی لأ گِتو بہِ گہنہٕ پانٔسے۔ مےٚ ئستی کوٚر نہٕ میٲنی خوداین جان انصاف۔ مٔہ تہٕ گرِی تن۔ بہٕ کرِ انسان آسِتھ پنُن عیال بچاونچ پوٚرِ پوٚرِ کوٚشش۔ تھوٚی تن خودا پنٔنی خودایی پانٔسے اتھِ...... بہٕ بیٚلہِ مرِ (ودان) بہٕ سپد خودایس روبرو کھڑاتہٕ پرٛ ژھس۔ بہٕ اگر یتھ دُنیاہس منز ترٛاوِیوتھس۔ وسیلہٕ کونہٕ تھوٚی تھم۔ بہٕ کیاز کرنووتھس ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ (ودان)۔

بانڈ : (اژان اژان) روٗتُن ہسا۔ یے چھُ وُنہِ کتھ کرنے ودنہِ لوٚ گمت۔

گُپالی : ہے کریم صأبا۔ یمہٕ ٹوٚنگہٕ دِنہِ کر بند۔ اتھ چھِ ہبڈان۔ تہِ گرِتھ اگر یمہٕ شایہٕ ہندیو مردو یتھٕ

پأٹھی وُدن لوگ۔ زنانہٕ کیٛاہ کرن۔

بانڈ : تمہٕ لاگن مردِ پوشاک تہٕ دِن پنچانٹھس منٛز بہتھ فأصلہٕ۔

گُپأکی : توٗت پیٹھ تہٕ واتو۔ مگر گوڈٕ گڑھِ کریم وُنن تَس کیٛاز ِگیہ زنانہٕ شکل۔ یہِ کیٛاز ِچھُ ودان۔

کریم : ودان چھُس پنہٕ نِس تقدیرس۔ گوڈٕ وَن تم ژٕ کسٕنژ چھکھ۔ انہٕرش کوٗر چھکھ کِنہٕ ہٕرِ شٕرژ۔ اگر ہٕرِ شٕرژ چھکھ تیلہِ کرے ڈبکس میوٗٹھ تہٕ انتھ بڑ ونہہ کُن پانس۔ (ودان)...... یہٕ چھُس پانژن کوربن ہُنڈ بب۔ زمین زِراعتس پیٹھ چھُم گُذار۔ رتن شبن چھُم پوشان تہٕ شبن رتن چھُس تُسی کُن رجوٗع سَپدان (ودان) مگر پانہٕ خودا کتہٕ تیمٕ اتھِ روٗٹ کرنہٕ۔ دَپھ کأنسہِ رحیمس کرٕہے تلقین مےٚ نِش ینہٕ موکھ...... اکہِ نظرِ گڑھِ ہے میون گرٕ آباد۔ (پسِ منظرس منٛز دِل دوزالا الاپ کنن گڑھان)

گُپاٖلی تہٕ بانڈ: (دوٚشوَے یِوان کریمس نزدیک تہٕ تسلی دِوان اُمِس مگر پانس اۆشِ وۄتھران ووتھران) (پڈٕ سبٹھاہ سنجیدٕ پاٹھۍ بوزان روزان)

(All are in a attractive composition)

کریم: کورٕن پانٛژن کُن چھُس وُچھان۔ یِیمہِ کائناتکۍ ژۄشوَے کوٗن تہٕ پٔنٛن پان چھُم دزان باسان...... زمینس پٕھم چانٛٹھ گاٖمتی آبہِ موکھ۔ نہٕ کۆر خوداین رحم تہٕ نہٕ کۆر اِنسانو اتھ روٗٹ۔

بانڈ: تہِ سَپُد سارِنٕے۔ روٗد نہٕ پینہٕ کٔنۍ۔ تِم کِتھٕ پاٹھۍ کرن گُذارٕ۔ تہٕ زانہِ خودا۔

کریم: تِم چھِن اَسہِ رتھ...... یہِ کینژہاہ اسہِ پتھ کُن چھُ۔ تہِ ہِن اتھِ موٗرِتھ تہٕ اَسہِ تھاوَن شہٕس کھسہٕ وَس...... مےٚ چھُ قرض۔ ساڈ ستھ ہتھ روپیہٕ اُمِس رتہٕ ژوٗرسُند۔ یہِ چھُ خوٗن چوان گامس۔

گُپاٖلی: گُس۔ ژٕ کسنز کتھ چھکھ کران۔

کریم: لالہِ صاٖئنۍ...... تَس چھِ مےٚ زوہراکنۍ۔ اکھ وسہٕ

نم ساڑھ ستھ ہتھ روپیہِ نکھ بیٚیہِ روزہم کم زیاد مال اتھس کیتھ یمن شُرین آنٹہٕ آپراوُنہٕ موکھ۔

باٹڈ : (سٕخ شرارتھ کھسان) یوٚت عیالِ کٲشِر کتھ اوس بکار۔

کریم : مےٚ ما کوٚر عیالس آلو مےٚ نِش یِی تو۔ یہِ اوس خودایَس منظوٗر۔ بہٕ گُس چھُس۔

باٹڈ : گٲری مہٕ...... (دزان) کر ژھوپہٕ...... (پانس ستی) یوٚت تام زِندگی ہٕندِس گٲنڈی زژنڈس منٛز ہہٕنہٕ چھِو یوان توٚت تام چھِو مرُن مُشرِتھ زنگہٕ وایان تہٕ پتہٕ عُمرِ پیٹھ ودان......

گُپٲلی : ژِ کیاز چھُکھ أمِس یتھہٕ مُصیبتس منٛز وُنہٕ والان۔

باٹڈ : وُنہٕ چھُ اَسہِ والان (گٲرِمس کُن باوان)

کریم : (زَن وُتارِ یوان) گٲرِ وژھوپہٕ...... یہِ تَس خودایَس منظوٗر آسہِ تی سَپدِ۔ مگر اکھ کتھ تھاو یاد میانہِ خودایہِ (اسمانس کُن وُچھان) گٲری مہٕ روزِ عیال بچاونہٕ خاطرِ پرٛتھ رنگہٕ کوٗشش کران۔ میٲنی کوٗشش وُچھتھ

اگر ژٕ ے عار ییِی تہٕ کر مدد۔ ییِی نہٕ تہٕ ژٕ ٹھ میٲنہِ عیالچہِ زٕندگی ہُنٛد پن۔ تہٕ کرُن گرۍ مہٕ ہمیشہ ہمیشہ خٲطرٕ خاموش (بے ہمت گژھتھ ودان)

(ہنا حبہٕ ییتھ) ہَے بُزرگ صأبا۔ میٲنہِ گرِ نیری نہٕ کینٛہہ۔ اگر ژٕ ے نصیحت چھے دِنۍ سو دِلالس۔ کر ناومیٚون قرضہٕ ماف۔ تہٕ اگر ژٕ تتھ مَنٛز کامیاب گژھکھ تہٕ چھُس وعدٕ کران بہٕ کٕنٛہہ نہٕ زوہرٕ......

نیر......

بانٛڈ، گُپٲلی : گژھُن کوٚت چھُس......

کریم : لالہٕ جیس نِش۔

(بانٛڈ تہٕ گُپٲلی یکدم کریم صاٮ۪بس نِش گژھان تہٕ لاگان کتھہٕ کرنہِ۔ یمہٕ نہٕ وُچھن وآلی بوزن چھِ)

(نوٹ: پَس منظرس مَنٛز چھِ مُبہم موٗسیقی چلان)

(پٕڑُ چھُ بڑونٛہہ پکان تہٕ أمِس ستی چھِ (spot light) تہِ پکان...... باقے گاش چھُ ژھٮ۪بتہٕ گژھان...... پٕڑُ تہٕ لایٹ چھِ یکوٹہٕ پکان تہٕ پسِ منظرٕچ

ساٛرِ ے عمل چھِ تحلیل گژھان)

(بُڈ چھُ پننہِ جولنہِ منٛز ٹیکی ڈبہٕ کڈان تہٕ یکدم

زیوٚ ٹھ ٹیوٚک کران......)

بُڈ : ترٛاہہِ نارائن...... نارایٖنہٕ

نارد : (یکدم سپُٹس منٛز حاضِر سپدان)

وٕنی تو مہاراج۔ بہٕ کتھ پٹھ پیوٚس یاد۔ اتہِ اند یو نا کیٚنٛہہ...... ووٕنی کوٚت چھُ گژھُن......

بُڈ : بہٕ زَن گوس سخ پریشان......

نارد : یہِ چھُ آغاز مہاراج۔ وُچھان گژھو اند واتان واتان کیٛاہ آسہِ ڈیٛنشُن۔

بُڈ : چھُنا صلاح بہٕ کھسہٕ واپس دیٖولوٚک۔

نارد : ونان کیٛاہ چھِو مہاراج۔ سو گیہِ پانس تہٕ پننہِ قابلیژ میٚژ کرٕنی۔

بُڈ : کیٛازِ؟

نارد : تتہِ کمہِ بُتھ وٕنو سور گہٕ وأسی یَن بہٕ گوس فیل۔ تتہِ ژھنَن تھوکہٕ اَسہِ دیوی دِوتا۔

(بُڈٕ آرِ ہوٚت وُچھان نار دس تہٕ ونان)

بُڈٕ : ووٗنی کیٛاہ چھُ تیٛلہِ کرُن۔

نارد : یَتھ پرٛتھوی لوٗکس منٛز وسنہٕ برٛونٛہہ گرٛشھن گوڈٕ زنگہٕ درنہِ دِوتاہَن۔ تِکیٛازِ ووٗنی ماچھِ یہِ سو دھرتی یێتہِ دِوتا گوڈٕ بَسان اَسی۔ یێتہِ چھِ اَزی کہِ یوگک اِنسان بسان...... اَمِس چھُ زال تہٕ الگِے تہٕ سونہٕ گاڈٕ تہِ الگِے۔ درٕ راٮ۪وِ زنگہٕ تہٕ کھسو (پتھر بێہان تہٕ اَمِس دیان اَتھ کھس)

(بُڈٕ چھُ اَتھ کھسان تہٕ دوشوے چھِ کھوور وِنکہِ کِنۍ نیرن۔ سُپاٹُک گاش چھُ ژھتہٕ گرٛشھان تہٕ اتھ ءستی چھُ پٮ۪تی کِنۍ بٮ۪اکھ (Spot) گاش ترٛاوان۔ لالہٕ جی چھُ تُلسی گُلِس ءکِس کملس منٛز تھاوِتھ پوٗز کران)

لالہٕ : (رتن دیپ دزوٗن ءکِس تھالس منٛز رٕٹِتھ تُلسی گُلِس آولان تہٕ گنٹا کھورِس اتھس منٛز وارٕ وارٕ وایان)

(پَس منظرس منٛز چھُ ساموہِک گایتری منتر کَنَن گرٛشھان)

لالہٕ : (دھرماتما پوشاک لاٮ۪کِتھ تہٕ اکھ بوڈ کیٛر جولنہٕ نالی

رتن دہپ آلوان آلوان)

''اوم بۆ بوٚ سُوا تتھ سِوتو ورنیم بَرگو دیو وَسے دی

مہے دِیویونا پڑچوٚ دیات''

(لالا جی چھُ پڑ دِکھِن دِوان زِ پُٔتی کِنہٕ یِہاے آواز کنَن

گژھان تہٕ آواز کنَن گژھان گژھانٕے چھُ سُپاٹس پیٹھ

گاش پیوان تہٕ بُڈٕ چھُ گوسانٛی رکھِس منٛز نموٗدار گژھان)

بُڈٕ : ''اوم بوٗر بوٚ سُواہا تتھ سِوتو ورنیم، برگو دِی وٗ سے

دی مہے دیویونا پڑچو دیات''

لالہٕ : بَس کر بس پنڈت جی۔ مےٚ مہٕ کھوژ ناویہِ پاٹھ

کُٔرتھ۔ مےٚ چھُ تران فِکرِ ژٕے کیاہ چھے وُنن۔

یِژھا ژٕ پوٗزا چھُکھ کران تِژھا چھُس بہٕ تہِ

کران۔ اُمِس لڑکی ہُنٛد سودا چھُنہٕ مےٚ کرُن۔

سودا چھُ کریم دہنِس کرُن تہٕ امیُک گوناہ تہٕ ثواب

زانہِ سُے۔ مےٚ کیاہ اتھ ستی ......

مےٚ دِی تن روپیں ساڑھ ستھ ہتھ واپس۔ پتہٕ

زانہِ سُہ تہٕ تسُنٛد خودا۔ گژھو کُرِو آرام۔ یِتہِ گلی نہٕ

دال۔ کم کم آے تہٕ دڑاے ژھربو اتھو۔ مےٚ

وَنان لالہٕ مِصری ناتھ۔

بُڈٕ : اگر ژٕ کریم دِینس روپیس ساڑھ ستھ ہتھ ماف

گرِتھ کھاتہٕ منٛزٕ والکھ سُہ کرِ نہٕ تیٚلہِ زوہرا کوٗرِ ہُنٛد

سودا۔

لالہٕ : ہے بہٕ کوسہٕ ترٛٹھ ژھنہٕ پانس۔ یُس یوان چھُ

سُہ چھُ مےٚ ئتی جراہ کران اُمِس کر قرضہٕ ماف۔

(رتن دیپ تہٕ گمٹا پتھر تھاوان تہٕ جولنہٕ نالہٕ منٛزٕ کڈِتھ

آمہِ منٛزٕ کھاتہٕ کڈان تہٕ ورق مُژران) ...... دِنظر مےٚ

نِشہِ کأتہِ ہاو چھُ قرضہٕ نیٚومُت تہٕ نکھٕ ما چھِ

والان۔ (ہاوان) رٹھ سأیہ یہِ گیہِ سوٗندر دبد، ژٕ

ساس چھنے نی ئتی۔ یہِ گو جُمہٕ پرَے 560 روپیہٕ

چھِ بقایا۔ دیال سِنگھس نِش چھِ اَٹھ شتھ ڈبل۔

رزاق ڈار چھُ ترٛین ساسن تل گوٗمُت ...... گام

کٔنتھ تہِ وسہِ نہٕ لۄکن میوٗن قرضہٕ نکھٕ ...... اگر بہٕ

سارِنے قرضہٕ ماف کرِ تیٚلہِ کیاہ چھُ مےٚ کرن۔

بہٕ مٕر عیال ہٮ۪تھ تہٕ ژٕ تہٕ لوتکھ۔ ژےٚ تہٕ چھے غرض تی......

بُڈٕ : (بُڈٕ شانٛت پانٛٹھی کتھ کران) ژٕ مہٕ کر کانٛسہٕ ہُنٛد قرضہٕ ماف۔ ماسِوائے کریم دینس۔ سُہ چھُ چون قرضہٕ نکھٕ والنہٕ خاطرٕ پننی کوٗر کٔرنس پیٹھ مجبوٗر گوٗمُت۔ یہٕ چھُ پاپ۔

لالہٕ : پاپ تہٕ پوٗنی کیٛاہ چھُ۔ تہٕ چھُس چانہٕ کھوتہٕ ٹھیکھ زانان......مگر......

بُڈٕ : مگر کیٛاہ؟

لالہٕ : بہٕ چھُس مجبوٗر (مجبوٗر گژِتھ اورٕ یور کران) مجبوٗر چھُس بہٕ۔ مےٚ چھِ ژٕ گرٕٹہٕ چلاونہٕ خاطرٕ (License) سہِ باپت درخواست کوٚرمُت تہٕ روپیس ساڑھ ستھ ہتھ چھِم سرکاری خزانس منٛز جمع کرٕنی ...... (لہجہِ بدلاوان) گری منہِ زمینکی قرقہٕ کاغذ چھِ مےٚ اتھِ۔ ژٕ تہٕ بوز۔ اگر نہٕ تمیٚ ژون دوہَن ' اندر اندر رمیانہٕ قرٕضکی پونٛسہِ واپس گری بہٕ کرس

زمین قُرق تہٕ یم پوٗنسہٕ یِنَس ۔ تِموٕے پوٗنسو منٛز بہٕ گرٛٹہٕ لاسنہٕ ہُنٛد فیس ۔ جےٚ رامٕ جی کی......

(نیرُن ہیوان)

بُڈٕ : ہےٚ رام جی...... لالہٕ جی ژٕ چھےٚ نا شرٕم تہٕ یِوان (نزدیک یِوان لالس نِش) ساڑھو ستو ہتو روپیو خاطرٕ انہٕ ہَن ژٕ اکھ مُسلمان لڑکی گرٕ ۔ ژٕے چھکھ دھرماتما اِنسان، چون دھرم ما گژھہِ برٛشٹ ۔

لالہٕ : ترٛاہہِ نارائن ترٛاہہِ نارائن ۔ بھگوان سِنٛدِ بُکھتیاٚ (بُکھت) یہِ کیاہ چھکھ ژٕ ونان ۔ بہٕ چھس مول تہٕ پرٛژھ کتھ ہیکہِ نہٕ میانِس دِماغس منٛز یتھ تہِ ۔ ژٕ کیاہ چھکھ وَنان ۔ بھگوان سنٛز پوٗزا کرن والہِ ژٕ سوٗنچُھتھ تہِ نا ۔ بہٕ کرٛژھ کتھ کرٕ ۔ یہِ کورِ ہَن چھنہٕ مےٚ پنٛن گرٕ انٛنۍ یلہِ کہِ کرِ کریم دیِن پننہِ لڑکی ہُنٛد رِشتہِ کدلہٕ اپارِ بدرِ دینس ستی ۔ سُہ چھُ آڈِت ۔ لہٰذا چھُ پوٗنسہِ وول ۔

بُڈٕ : بدرالدینس ستی ۔

لالہٕ : چاٹی زاینس بلاے۔ بدرالدین چھُ تجارت پیشہ آدم۔ سُہ چھُ زانان کمہِ کنہِ پھلہِ ستی گرٕ تریلہٕ وَسن گُجہِ پیٹھٕ۔ دراصل چھُ سودا کریمس تہٕ بدرالدینس درمیان سپدن وول۔

بُڈٕ : ہاں (پانس ستی) تیلہِ کتہِ پوشہِ بہٕ یمن۔ اگر دوشوَے رضامند چھِ۔

لالہٕ : ہے۔ کیاہ ساٲ چھےٚ ژےٚ ناو۔

بُڈٕ : بُڈٕ۔

لالہٕ : دۄ یمےَ ہَساٲ دون درمیان ییلہِ فاٲصلس اژُن آسہِ تیلہِ گرِژھ دوشوٕنی ذٕہن ہنٛز ہسٹری تہٕ جوگرافی پتاہ آسٕنۍ۔ ہَواہَس منٛز تیر لاینہٕ ستی انٛدِ نہٕ کینٛہہ۔

بُڈٕ : بدر دینس کیاز چھِ مجبوٗری کریم دینٛی کوٗر گرٕ انٕنۍ یتھٕ پاٹھی سودا کرِتھ۔

لالہٕ : بدر دین چھُ سیٹھٕ دساد موہنیو۔ بھگوانن چھےٚ نَس برٛکت گرٕمژ۔ ژور زنانہِ چھُس مگر توتہِ چھُ زوہرا ساڑن ستن ہتن مٲلی ہنہِ خاطرٕ تیار۔ یہٕ چھِ فراغ

دِلی۔ (اُکھے شاہس منز) بدرالدین دِی ساڑھ ستھ
ہتھ روپیہِ کریم دینس زوہرا کوٗر مٔلی ہنٕہ باپت۔
کریم دین دِی یمیَ ستھ ہتھ روپیہِ لالہٕ بس یعنی
مےٚ۔ تہٕ لالہٕ بَب ژٹہِ قرضک رقم ییمہِ کھاتہٕ منزٕ
ووزلہِ میلہِ ستی تہٕ لیکھبس "وصوِل شُد"...... تہٕ بہٕ
ژٕلہِ یمیَ ساڑھ ستھ ہتھ روپیہِ تہٕ دِمہٕ گرٹہٕ لاسن
وصوٗل کرنہٕ باپتھ...... (چھِن کھووری نظر
دِوان)......

بُڈٕ : (جاہ و جلالس منز یِوان) بَس کر بَس۔ اتھ سودا ہَس
چھِ بدبُو یِوان۔ یہِ سودا ہیکہِ ناختم گرشِھتھ یُتھ
زَن یہِ کوٗر پننہِ آیہِ پنُن مُستقبل طے کرِ ہے۔

لالہٕ : گوڈٕ وَن تم ژٕ گُس۔ مول تہِ رضامنٛد تہٕ کوٗر تہِ
رضامنٛد۔ ژٕ کیاز ِ وولان منزس۔

بُڈٕ : (شرارت کھسان) وولان چھُس نہٕ۔ بہٕ تہِ چھُس
توٚندرنہِ تاو منزٕ۔ (پانس ستی) یہِ سودا گوٚژھ گُنہِ
کنی رُکُن۔ اِدِ روزِ مےٚ بھگوانس نِش وقار۔ یہِ

سوٗدا گرٛشھِ رٔکن ۔ (گلی موٗران)

لالہٕ: رُکہِ......

بُڈ: (سخ خوش گژھان) کیٛاہ۔ رٔتھہ پاٹھی رُکہِ۔ مےٚ وَن

بہٕ کرتھ مالا مال۔

لالہٕ: یہِ سوٗدا ہیکہِ بدرالدین رُکاٲوِتھ۔ تِمس کیٛاہ

ضوٚرٕ رٕتھ چھُ پأٹرِم خانٛدر کرُنُک۔ ژور زنانہٕ چھِ

تِمٕس گرس منٛز موٗجوٗد۔ گوس کیٛاہ۔ سُہ اگر یَژھِ یہِ

سوٗداہیکہِ ہمیشہ خاطرٕ رُکتھ۔

بُڈ: ژےٚ لوٚگُے تکلیف۔ ژٕ اژھ انٛدر۔ نیر۔

(کژکھ دِوان)

(لالہٕ چھُ کھوژان تہٕ وارٕ وارٕ انٛدر اژان)

(بُڈ چھُ اورٕ یور نظر دِوان تہٕ ڈٔہشتھ ناکھ آوازِ منٛز

بدرالدین نٕس آلو کران)

بُڈ: بدرالدین...... بدرالدین...... (کژکھ دِوان)

(بدر الدین گاشہِ سُپاٹس منٛز نموٗدار سپدان۔ موٗسیقی

چھِ نموٗدار سپدنٕس (Establish) کران)

بدرالدین : مےٚ کتہِ چھُ پانٛژِم خانٛدر کرُن...... أمِس لالس چھِ غلط فہمی۔ نہَ کرِ ہے پانہٕ کینٛہہ نہَ دِی ہے مےٚ کرنہٕ۔

بُڈٕ : ژےٚ کیٚاہ چھے کرُن۔

بدرالدین : ارٕ سرِ تہٕ کونٛجہِ...... مےٚ چھِ ژور زنانہٕ کأفی۔ ترٛ ے چھِ صحتمند تہٕ ژوٗرِم چھِ لیٚژ پہن۔ سو چھِ سارِوے زِٹھ۔ ووٗنی چھِ بُڈٕ یمٕژ۔ گرُک کاروبار تہِ چھنہٕ ہبکان گرِتھ۔ أڈجہِ تکلیف چھُس۔ مےٚ چھُ فاصلہٕ کوٚرمُت۔ مہرُک رقم گنڈس لوٗنچہٕ تہٕ کرن یلہٕ...... یہِ کرن یپأری یلہٕ تہٕ یپأری کرٕ بہٕ زوہرس ئستی خانٛدر۔ روزٕ ناصرِف ژور زنانہٕ بدرالدینس۔ ووٗنی کتہِ گو یہِ پأنٛژِم خانٛدر......

بُڈٕ : ژےٚ چھُکھ شیٹھٕ پأنٛژٕہأٹھ وُہُر اِنسان ژٕ کیٚازِ کرٕکھ خانٛدر۔

بدرالدین : خانٛدرس چھنہٕ وأنٛس آسان۔ اتھ چھُ موقعہ محل آسان۔ غریب امیر چھُ امی رِشتہٕ ئستی یکسان

سَپدان۔ یہِ نہٕ سرکار ہیکہِ کرِتھ تہِ چھہِ أسی ہی لؤکھ کران۔

بُڈ : یم گے مغز ڈہلنی۔

بدرالدین : یم گے مغز ہوشہِ تیٚنی۔ (سنجیدٕ گژھان) یہِ چھُ پزر مےٚ کر ژور خانٛدر۔ مگر ژور خانٛدر کرِتھ تہِ سپُد نہٕ میانِس یتھ گرس منٛز اکھ لڑکہٕ تہِ پأدٕ یُس مےٚ پتہٕ میٚون وأرِث در بنہِ ہے۔ یُس میانہِ قبرِ پیٹھ یتھ گنہِ دوہہ شامن ژونگ زألتھ میانہِ خأطرٕ دُعاے ثواب منگہِ ہے...... لہٰذا روزِ تۄت تام میأنی کوٗشِش جأری یۄت تام نہٕ یتھ خانٛدانس منٛز لڑکہٕ سَپدِ پأدٕ۔ تۄے کرٕ زوہرایہِ ستی خانٛدر۔ تہٕ میٚون خودا کرِ میٚون یہِ مُراد ضۄرۄر پوٗرٕ۔

بُڈ : ضۄرۄری ما چھُ بیا کھ خانٛدر کرِتھ سَپدِ لڑکے پأدٕ۔

بدرالدین : بہٕ زانَن پنُن خودا چانہِ کھوتہٕ جان۔ یُس بنٛدٕ تس کُن سۄ دِلہٕ رجوٗع چھُ سَپدان، تَسُند مُراد چھُ ضرۄر پوٗرٕ کران۔ گژھ پأنس کر کُنہِ خلوکھ جایہِ

اللہ اللہ۔

بُڈ : بدرالدین (سنجیدٕ آوازِ منز)...... گو یہِ سودا کرکھ نہٕ ژٕ منسوخ۔

بدرالدین : منسوخ کیٛازِ کرٕ۔ تھف دِژمہٕ کانٛسہِ۔ مجبوٗر کوٗرمہٕ کانٛہہ۔ نابالغ کوٗر چھا۔ سوٚ چھِ صحت مند تہٕ بالغ کور۔ مالی چھُ مےٚ ستی کورِ ہنٛز رضامندی حاصِل کٔری تھےٚ سودا طےٚ کوٗرمُت...... تی چھُ وقتُک تقاضہٕ...... یہٕ اگر غلط چھُس ونان تی وَن تم......

بُڈ : (کرکھ دِوان) بدرالدین (تہٕ اٚتھی کٔرکہِ ستی چھُ (Light Spot) ژھیٚتہٕ گژھان تہٕ بدرالدین غائب گژھان)

(بُڈ چھُ گُنٛنے زوٗن اورٕ یور کران)

(پَس منظرٕچ موٗسیقی چھِ اٚمی سٕندٕ ن جذباتن ہنٛز ترجمانی کرانٕ۔ بُڈ چھُ پریشانی منز آسمانس کُن وُچھان، زن سوٗنچان اٚمی بھگوانن کتھ آزمایشہِ لوٗگس یہٕ......)

(واِر اِر چھُ گاش کم گژھان تہٕ کم گژھنس ستی ستی چھُ گاش بانڈس تہٕ گُپالہِ پیٹھٕ پیوان یم اَکِس (Spot)س منٛز چھِہ۔ دوشوے چھِہ گاشس منٛز یوان تہٕ گاش پیوان پیوانۍ چھِہ دوشوے بولان)

گُپالی : وَنان اَس سَے نامتہٕ کرتہٕ یمن کریم دینن تہٕ بدر الدینن پیٹھ پرٛٔژھ۔

بانڈ : ہَسا بہٕ کرٕ نہٕ پرٛژھ مگر دُنی یاہ تہٕ کرٕ۔

گُپالی : یم چھِہ دوشوے پرٛانو تارَو ترٛان تہٕ قبرِ منٛز کھور ترٛاوِتھ تہٕ چھِہ نچُو زبنس پیٛاران۔ ہَتا کوٗرٕ ے چھِہ مائِلس ماجہِ گوٚبرو کھوتہٕ تہِ ووفادار نیران۔

بانڈ : حق تہٕ پوٚز۔ کوٗر چھِہ مائِلس ماجہِ دادٕہن دوا آسان۔ یم سائی بُزرگ چھِہ صرِف واٗرِس پیٛاران۔ مائِلس ماجہِ ہنٛز وراثت ہکِہن نا کورِ سنٛبھائِتھ۔ یمَو یتھ کٔشیرِ پیٹھ پرٛانہِ وقتہٕ راج تاج چھُ کوٚرمُت تمہٕ آسہٕ نا کورِ...... نہٕ حض تہٕ وٕنو۔

گُپالی : اگر یہِ کتھ یمن تہِ پتاہ چھِ (لوکن گن باوان) تیلہِ کیاز ِچھنہِ یم بدرالدینس ہِدایت کران۔

بانڈ : یم کیاہ ہِدایت کرن۔ ہِدایت کرن وول گژھِ پانہٕ پاک آسُن تہِ اللہ تاللہ ہَس بغأر چھُنہٕ مے کانٛہہ تہِ پاک باسان۔

گُپالی : مےٚ چھُ باسان مےٚ ماپیٚہِ زوہرِنی زِندگی بچاونہِ موکھہ پانہٕ مأدانس منٛز وَسُن۔

بانڈ : تہٕ یہٕ......

گُپالی : ژٕ روزاتی وُچھان کتھ رٕکتھٕ پأٹھی پکہِ برٛونٛہہ۔

(گُپالی آمہِ سُپاٹہٕ منٛز نیران تہٕ وارٕ وارٕ کھوورِ وِنٛکہِ لِکنٛی نیران)

بانڈ : اَمایہِ کوٚت گژھِ۔ بدر الدینن نہِ سودا گری ٕستی گوٚژھ نہٕ مےٚ پنُن سودا راوُن۔ گُپالی...... گُپالی

(أتھی منٛز دوران أکیے جایہِ رٕؤزِتھ توٚت تام یلٕہ تام پٔس منظرس منٛز بیاکھ منظر چھُ شوٗرٕ سپدان۔ بانڈ سُنٛد سُپاٹ چھُ تحلیل گژھان تہٕ أتھی ٕستی چھِ بانڈ پانس کھوورِ وِنٛکہِ لِکنٛی نیران)

(پَس منظرٕچ رومانوی موٗسیقی چھِ شوٗرٕ

سَپدان)

(زوہرا چھِ کلس پیٹھ آیہِ نوٗٹ ہیتھ أکِس

نوجوانس پتہٕ پتہٕ پکان۔ یہِ نوجوان چھُ رکھ بدلأوِتھ

سُے پُڈٕ آسان...... زَن ییم دہشوے واریاہ کالہٕ پیٹھٕ

الکھ أکِس زانان چھِ رٕوٗدی ٕمتی۔)

زوہرا: (بوٗن پیٹھن وسان تہٕ یہِ نوجوان نوٗٹ کلہٕ پیٹھٕ والنس منٛز مدد کران)

نوجوان: یہٕ چھُس نہَ چانوٕ کتھوٕستی مُطمین گوٚمت۔

زوہرا: یہِ مےٚ وۄنمۍ تی چھِ حقیقت تہٕ اگر ژٕ حقیقت بوٗزُن چھُکھ یژھان تیلہِ پزِیہِ ژےٚ تِمنِے کتھَن پیٹھ بروٗسہِ کرُن ییمہٕ کتھٕ مےٚ ونہِ۔ گوڈٕ وَن تمٕ ژٕ کیاہ نیرِ ییمہٕ کتھٕ بوٗزِتھ۔

نوجوان: مےٚ ترِ ہےَ فِکرِ ژٕ کمن حالاتن منٛز چھکھ یژھ قوربأنی دِنہٕ خأطرٕ تیار سَپدٕمژ۔

زوہرا: أسی چھِ ژور ییٚنہٕ تہٕ زٕ بأے۔ بأے چھِنہٕ وُنہِ تیار

گاٲمتۍ زِ تَم سادن ماٲلِس۔ تَمن چھُ وُنہِ سوٚن موٗلُے پالان۔ یوٚت تام تَم بڈٕی گرٛژھن توٚت تام آسہِ اَبہٕ بیٚیہِ ہَن تہِ بُڈ یوٗمُت...... روزٕ اٚسۍ ژور بیٚنہٕ - بہٕ چھُس سارِوٕے زِٹھ۔ زمین زِراعت چھُ سٹھاہ کم...... ترٛٲن رتن چھُ پوشان۔ بڑٕ وٲنہہ کالہِ اوس مول مانگیہِ نیران مگر وونۍ چھُس نہٕ صحت اِجازت دِوان...... (اوٚش وۄتھراوان پانس)......

نوجوان : ژٕ کیاز زِ چھکھ وۄدان۔

زوہرا : ووان چھُس نہٕ اِوٕ موکھٕ زِ اٚسۍ چھےٚ ماٲلِس ژور کورِ۔ ٹِلۍ کہِ اِوٕ موکھٕ زِ یمَو لۆکو اَسہِ پیٹھ قرض دِتھ میٚہر باٲنۍ کَر۔ تِمہٕ ؤِے میٚہر بانَو ؤلی اٚسۍ سۆد کھاٲلۍ کھاٲلۍ۔ قرضہٕ کِس لرزس منٛز...... اَسہِ چھُ کم قلیلا زمین مگر قرقَس تل...... اٚسۍ دارو لالس پوٚنسہٕ تہِ چھِ میاٚنِس ماٲلِس پتاہ...... مگر...... (بیٚیہِ وۄدان) یٚیمہٕ آیہِ اٚسۍ لالن دُلتس منٛز اَنۍ ...... تہِ وُچھتھ گو

موٗل میٚون مجبوٗر میٚون رِشتہٕ طے کرنس۔

نوجوان: کس ہِتی؟

زوہرا: آڈٕ تِس ہِتی ......

نوجوان: مطلب بدرالدین آڈٕ تِس ہِتی ...... ژےٚ چھیہِ پتاہ سُہ کمہِ وُمرِ ہُنٛد چھُ۔

زوہرا: تہٕ چھَم پتاہ...... مےٚ چھِ منظوٗری دِژمٕژ۔

نوجوان: (کرٛکھ دِوان)...... ژےٚ کیازِ دِژتھ منظوٗری۔

زوہرا: ژٕ کیازِ چھُکھ کرٛکہٕ دِی دِی مےٚ پھرٕ کناوان...... تہٕ ما چھَس پاگل۔ مےٚ آسہِ نا سونٛچمت سۄرمُت تہٕ اَدِ مائِلس آنکار دیتُمت۔ (تھوٚد وٕتھان تہٕ مایوٗس لہجس منٛز بولان)...... اَسہِ چھِ زمینس زٕ ڈاے ترٛکھ...... أسی چھےٚ سارے بیٚنہِ مائِلس ہِتی ہِتی یہِ زمین کمناوان تہٕ اَدِ دون ڈاین رٕتن گُذار کران۔ باقٕی رٕتن چھےٚ أسی بیٚنہِ تہٕ سون موٗل اتھ زمینس کُن وُچھان روزان برابر تۄت تام یۄت تام زمینس بیٚنہِ نیٚج گژھان چھِ......

نوجوان: اَتھ کیٛاہ واتھ چھُ چاٲنِس خاندرس ستی۔

(تھوٚد ووتھان تہٕ اکھ خوبصورت ڈرامایی منظر بناوان)

زوہرا: اگر نہٕ لالہٕ صاٲبَس قرضکی پوٚنسہٕ دون ژون دوہَن تام واتِن۔ تیٚلہٕ نیرِ سانیٚو اتھو یہِ زمین تہٕ سانہٕ تہٕ ساٲنِس ماٲلِس ہِنٛدِ خاطرٕ آسہِ یہِ قہرُک دوہ۔ لالہٕ صاٲبن چھِ قُرقہٕ ہِنٛدی کاغذ تیار کٔرِمٕتی ......

نوجوان: اتھ اوس ناہیٚہِ کانٛہہ یلاج......

زوہرا: ژٕ نِش کیٛاہ یلاج چھُ...... (اکھ اَکِس وُچھان بے بُسی مَنٛز)

نوجوان: بہٕ چھُس نہٕ یِمہٕ......

زوہرا: اَڈے کتھ کیٛازِ کٔرِتھ......

نوجوان: (زَن پانس ستی بولان) مےٚ چھُ باسان بہٕ چھُس پرٛتھ مرحلس پیٹھ ناکامیاب سَپدان۔ یُس مےٚ مان تہٕ یِزتھ چھُ ...... مےٚ گوٚژھ نہٕ سُہ تہِ اتھہٕ گژھُن۔

(پس منظرس مَنٛز چھِ دِلدوز مؤسیقی چلان)

زوہرا: ژٕ کیاز ِ گوکھ خاموش۔

نوجوان: چون مول ہیکہِ نا ژٕے اُمِس بُڈس ستی خانٛدر کرنہٕ ورأے بیٚیہٕ کُنہی سوٗنچتھ۔

زوہرا: ژٕ زَن تھاوتھ تٕمی ہنٛز ِ جایہِ ژٕ کیاہ سونچکھ۔

نوجوان: بہٕ کرٕہے ژٕے خانٛدر کانٛسہِ خوش شکل نوجوانس ستیٚ۔

زوہرا: تہِ تہِ کوٚر ...... مگر......

(موٗسیقی چھِ اکہِ خاص گنٛبزٕ پتہٕ بدلان۔ مُبہم موٗسیقی چھِ کُنَن گژھان ییٚمہِ ستیٚ دِل اوٗرُ رٕ گژھان چھُ)

نوجوان: مگر کیاہ......

زوہرا: (سبٹھاہ سنجیدٕ پأٹھی بولان) ییٚمہِ شایہِ ہُنٛد پرٛتھ نوجوان چھُ رِیاکار تہٕ پرٛتھ نوجوان سُنٛد مول سوداگر...... بہٕ کرٕس نہٕ کانٛسہِ تہِ نوجوانن قبوٗل۔ پرٛتھ نوجوانس باسیٚو دٕہم جماعت پاس کرِتھ بنہٕ بہٕ تحصیلدار تہٕ ہمکھ غریب کورِ مٔلی...... بے کار

آسِتھ تہٕ کوٚر گوٚبرٕ والِنو میٲنِس مأِلِس ستیٚ
دہیزُک رقم خانٛدرٕ برٛونٛہہ مُقرر کرنُک اِسرار......
یہِ سِلسِلہٕ روٗد واریاہَس کالس چلہٕ وُن۔ پتہٕ
ییٚلہِ میٛون مول قرضہٕ کِس لرزس منٛز ہیٚنہٕ آو......
مےٚ کوٚر فأصلہٕ مأِلی سُنٛد یَزتھ تہٕ زمین بچاونہٕ
موکھ دِمہٕ بہٕ سارِوے کھوتہٕ زِٹھ کوٗر آسنہٕ کِنی
قوربأنی...... بہٕ گٔیس بدرالدیٖنَس ستیٚ خانٛدر کرنس
پٮ۪ٹھ رضامنٛد...... (دِلدوز موٗسیقی چھِ اتھ منظرس زُو
ژانان) (زوہرا چھِ اُچھن پوٗژ دِتھ سخ وَدان)

نوجوان: یہِ زأنِتھ تہٕ گیہٕ کھہٕ ژٕ خانٛدرٕ کرنہٕ خأطرٕ تیار زِ سُہ چھُ سبٹھاہ بُڈ۔

زوہرا: بہٕ چھُس مأِلی سنٛزِ خوٚشی باپت کینٛہہ تہٕ کرنہٕ خأطرٕ تیار۔

(خاموشی...... دوشوَے اکھ اَکِس وُچھان)

نوجوان: یِمہٕ خوٲہِشہِ تہٕ خوٚشی اکھ کوٗر کھانٛدر وأنِسہِ واتہٕ نَس تام پننہِ لولہِ للوان چھِ ...... تِمہٕ خوٚشی کِتھ

پاٹھی گژھن اُمِس بُڈس نِشہِ پۄ۪ر۔

زوہرا: ماٲلِ ہنٛز حالت وُچِھتھ تہٕ پننہٕ نبن بینن ہُنٛد سوکھ نظرِ تل تھاوِتھ ژوٗٹ مےٚ تمن سارِنٕے خوٲہشن سر۔ یِیمہِ وِزِ مےٚ آنٛکار کوٚر......

نوجوان: مگر کینٛہہ خوٚشی تہٕ خوٲہشہِ چھِ ترٛژھہٕ...... یِمن تہٕ سرقلم یِی کرنہٕ ......(خاموشی چھِ گژھان...... مؤسیقی چھِ ایٚحساساتن تیٚہہ بُڈ راوان...... دوٚشوے چھِ اکھ اَکِس وُچھان...... زوہرا چھِ نوٚٹ ٹُلان تہٕ برٛونٛہہ نیران...... نوجوان چھُ اُمِس ستی ستی پکان......)

نوجوان: میانہِ کتھِ کونہِ دیُتتھ جواب......

زوہرا: (ٹھٔہرِتھ تہٕ پتہٕ اُمِس کُن وُچِھتھ لولہٕ چشموٚ) ووٚنی تہٕ سوٗزنکھ میانٛی خوداین ژٕ مےٚ نِش ......

نوجوان: تمہِ ستی کیاہ گو۔

زوہرا: خودا چھُ پرٛتھ کانٛسہِ ہنٛدی خواب تہٕ خوٲہشہِ پوٗر کران...... اِنسانٕے چھُ بے تاب آسان۔

نوجوان: تہٕ کتھہٕ پاٹھی سپدِ......

زوہرا: ژٕ کر وعدٕ۔ ژٕ مشر کھنہٕ مےٚ؟

نوجوان: ژٕ روزکھ ہر ہمیشہ میأنین یادن منٛز...... بہٕ کرٕ ہا کوٗشِش ژٕ گژھکھ مےٚ مشتھ گژھنۍ۔ مگر ژٕ تہٕ چاأنۍ قوربأنی انہِ مےٚ پرٛتھ وِزِ ژٕ نزدیک۔

زوہرا: (نوٹ پتھر تھاوان)...... (تہٕ نوجوانس نالہٕ متہٕ رٹان)

(نوجوان چھُ أمِس اوٚش ووتھران، سہلاون تہٕ پتہٕ دوٚیو اتھو ہتھ رٹِتھ أمِس لگاتار وُچھان)

نوجوان: مگر زوہرا...... ژےٚ چھےٚ عُمر رسیدٕ بدرالدینس ستی خانٛدر کرُن۔

زوہرا: سُہ چھُ میوٗن وعدٕ۔ بہٕ کرٕ صرف تمٔس ستی خانٛدر مگر پنُن یاوُن چھاوٕ بہٕ صرف ژےٚ ستی...... صرف ژےٚ ستی...... (نوجوان ستی لأرِتھ گژھان)

نوجوان: یہِ کیاہ چھکھ ژٕ وَنان زوہرا۔

زوہرا: فاصلہٕ چھُ صرف یہِ کرُن ژٕ آسکھٕ مےٚ نِش یِوان کِنہٕ بہٕ آسہٕ ژےٚ نِش یِوان۔

نوجوان: بَس کر زوہرا بَس (پان چھٕٹراونچ کوٗشِش

کران)...... یہ فاصلہٕ ترٛاو ژٕ مےٚ پیٹھ زوہرا۔ ہٕ ہیٚے
ضوٚر ؤر ژےٚ شیٚچھ ہیتھ...... اچھا...... (پتہٕ اتھٕ سبھٹاہ
دُشوآری سان زوہرا ہِشدِ اتھٕ منٛز چھرٛاوان)......

(نوجوان نیران تہٕ زوہرا سبھٹاہ پریشان گژھان۔ پَس
منظرٕچ موٗسیقی چھےٚ جذباتن وُشُس دِوان) (لایٹ چھےٚ
وارٕ وارٕ کم گژھان تہٕ سٹیجہٕ کِہ ہیٚرمہٕ طرفہٕ دچھنہٕ کِنہٕ چھُ
یکدم انسپکٹر پولیس اژان دہٕ ہارے کران کران تہٕ عمل
چھےٚ شوٚرؤ سپدان...... تہٕ یہاٗے (نوجوان) چھُ انسپکٹر
گُردیال سِنگھ جیٚس پتٕنہٕ کتھ وَنان مگر گُردیال چھُ اورٕ
یور کران تہٕ کتھ تہِ بوزان)

نوجوان: رٕکھس منٛز (پوشاکھ سُے یُس زوہرا یہٕ ستی اوسُس)۔
گُردیال سِنگھس پتیٚ اژان تہٕ ونان۔ (انقلابی لہجس
منٛز بولان)

''بدرالدین دِیہٕ ساڑھ ستھ ہتھ روپیہٕ کریم دِینس
تہٕ کریم دین دِیہٕ یِمے روپیہٕ لالہٕ جیٚس۔ لالہٕ جی
دِیہٕ یِم روپیہٕ گژھِ لاسن حاصِل کرنہٕ باپت۔

درمیانہٕ دارس...... تہٕ تتھ پاٹھی کرِ کریم دٲین پننہِ
کورِ بدرالدینس ستی خانٛدر مگر تیٚلہِ ییٚلہِ سُہ پننہِ
گوڈنچہِ زنانہِ خُلاہ یا مہٕر دِیہِ...... تہٕ ژےٚ چھےٚ نا
باسان یہِ چھُ اخلاقی طور غلط سودا، مذہبی اعتبارٕ
گوناہِ عظیم تہٕ قونوٗنی طور جُرم۔ ژٕ چھکھ ییٚمہِ
علاقُک تھانٛدار۔ ژےٚ چھےٚ فرٕض یہِ سودا رُکاوُن۔

گُردیال : ہرگز رُکاونہٕ۔ اگر ژےٚ ہیٚ 20 انقلابی تہِ تھانس
منٛز اٚژتھ تقریر کرن توتہِ رُکاونہٕ بہٕ یہِ سودا......
دِپھ کیاژِ......

نوجوان: کیاژِ!

گُردیال : تہِ کیاژِ امہِ سٲری مالیٚچ ڈایری چھِ مےٚ بڑونٛہہ
وٲژمژ تہٕ مےٚ چھُ موقوٗل بندوبست کوٚرمُت۔
کیاہ چھُم کوٚرمُت؟

نوجوان: بندوبست۔

گُردیال : ییٚلہِ زوہرایہِ ہُنٛد نِکاح بدرالدینس ستی سپدِ تمہِ
بڑونٛہہ آسن ساڑھ ستھ ہتھ روپیہ زوہرایہِ

وأتی ہتی ۔ زوہرا دِیہ یم ساڑھ ستھ ہتھ روپیہِ کریم دینس اتھس کنِتھ ۔ نِکاح پتہٕ واتہِ ناوِ یم روپیہِ کریم دین لالا جیَس تہٕ تتھ پاٹھی چُکاوِ پنُن قرض تہٕ گژھِ آزاد......مگر......

نوجوان :مگر کیاہ......

گُردیال : ہاہاہا۔ نِکاح سَپدنہٕ وِزِ روزن میٲنی نفر موجود تہٕ یِمہٕ روپیہِ بدرالدین زوہرا گرواجبن بناونہٕ خاطرٕ دِیہ تِمن روپین آسہِ گوڈے میانیو نفرو نِشانہٕ تھوٚومُت...... بَس أسی کروکھ یم ساڑھ ستھ ہتھ روپیہ تہٕ بیٚیہِ پنٛژھ رقم تہِ حأصِل...... کیاہ......

نوجوان: کیاہ......

گُردیال : گُردیال چھُنہٕ بے وقوٗف ۔ یوٗت بوٚڈ تنازعہ کِتھ پاٹھی تراوِ بہٕ اتھِ منٛز ۔ کریم دین ، بدرالدین تہٕ لالا انِن بہٕ أکیسے زالس منٛز ...... روپیں ژور ساس کرِ بہٕ وصوٗل بدرالدینس نِشہِ تہٕ لالا ما تراون یوٚت تام نہٕ میانہِ دفترٕ میٚژ کھٚییہِ تہٕ روپیں

پانٛژھ ساس تژاو پتھر...... پتھ بوٗزُم زوہرا چھِ سبٛٹھاہ خوبصوٗرت لڑکی......

نوجوان: بَس کر بَس...... یہِ چھُ گوناہ......

گُردیال: (گرٛزان مگر مجبوٗری ہنٛدِ لہجہ ستی) گوناہ چھُ اتھن مائنٛز لاگتھ کوٗرِ گرس منٛز تھاوٕنی۔ یمو روپیو ستی والن یہ پنٛنی کوٗر بسنت کور نکھہٕ۔ واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ چھُس نہٕ تمِس کُن ہبکان وُچھِتھ۔ وبہٕ سدرٕ گیَس ازٕ زٕوٗری بڑوٗنہہ پنٕن پنٕن وارِو...... مگر مےٚ ہیوٚک نہٕ اُمِس محض دیٖج خاطرٕ خانٛدر کرِتھ...... انٛدرٕ انٛدرٕ چھُم شژاکہٕ وسان تس کُن وُچھِتھ۔ ووٚنی چھُم باسان میٚون گورُو گو مےٚ پیٹھ میہر بان...... مےٚ ہاوٕن اصلیچ وتھ۔

نوجوان: یہِ چھنہٕ اصلیچ وَتھ۔ یہِ چھُ گوناہ۔

گُردیال: یُس گوناہ ساری کرن سُہ چھُ ثواب بنان۔

نوجوان: کیٛاہ...... اکِس لڑکی ہنٛز بجایی کرنہٕ خاطرٕ کرٕہَن ژبیا کھ لڑکی تباہ......

(أکیے شاہَس منٛز)

گُردیال: مےٚ میٚلہِ شوہرتھ۔ یُتھ بوٚڈ کیس پننٕو اتھَو حل کرنہٕ خاطرِ سَپد میٲنی پٕزیرٲیی سب انسپکٹر گُردیال بنہٕ انسپکٹر ...... انسپکٹر گُردیال سِنگھ (کرٛکھ دِوان تہٕ أتھی ستی یِوان اندرٕ پیٚٹھٕ پرٛون وردی پوش سِپاہ نیرِ تھ)

سِپاہ: ژٕ کُس گوکھ سائنس انڈمنسٹریشنس منٛز اژن وول۔ ژٕ کُس چھُکھ؟

نوجوان: بہٕ چھُس بنٛدَے خودا۔ پرٛتھ کانٛسہِ رُت کانٛچھن وول۔

گُردیال: کر دو جی اِس خدا کے بندے کو دو دِن تک حوالات میں بند...... یوٚت تام زوہرا بدرالدینُن گرٕ واتہِ ...... جاو...... (کرٛکھ دِوان)

(گاش چھُ ژھوٚوان)

(موٗسیقی ہنٛز اکھ دِلدوز لہر ہٮ۪ش چھِ کنَن گژھان......

تہٕ یہِ موٗسیقی چھِ (Passage of time) ہُک

احساس دِوان تہٕ گاش چھُ وارِ وارِ سُپاٹس پیٹھ پیوان تہٕ أتھی موسیقی ستی چھُ بانڈ تہٕ گُپالی سر کھونہِ منٛز رٕٹتھ سُپاٹس منٛز نموٗدار سپدان۔ وارِ وارِ چھِ یم سر تھوٗد تُلان تہٕ اکھ أکس کُن وُچھان۔ یہنٛدِ رکھٕ تہٕ میک آپہٕ تلہٕ چھُ باس سپدان زِ وکھ چھُ سٔھٹھاہ بڑونٛہہ پوٚکمُت۔

بانڈ : یَتھ وقتس نَے چھُنہٕ کینٛہی لگان ژلہٕ نَس......

گُپائی : دَپھ اِنسان سُند یاوُن چھُ بہارک تاپہٕ دوہا اکھ۔ توٚگ اِنسانس چھاوُن تہٕ دربس کینٛژن دوہن یاوُن...... توٚگس نہٕ تیلہِ چھِ پڑتھ انٛدِ زِندگی باسان ژھوٹان......

بانڈ : اَسہِ کیاہ کرِ ژھوٹُن...... سأنی قبیلہِ کرٛام چھِ پتہٕ وتھِ پکان روٗزمٕژ...... زِندگی ہنٛدٕن زأوی جارن ستی روٗزمٕژ۔

بانڈ : یہٕ چھُ اَسہِ پیشہِ۔ زِندگی ہنٛدی پرٛأنی داستان تہٕ پأتھراونی تہٕ نوِ کتھہٕ تہٕ بڑونٛہہ پکناونہِ۔

گُپاٗلی : (تھوٚد ووتھان)

بانٛڈ : ژٕ کوٚت گژھ تھوٚد وٕتھِتھ۔

گُپاٗلی : یتھ شایہِ اٗس نا زوہرا آبس وسان۔ (دٕچھِن کھوٚورِی نظر ترٛآوِتھ)

بانٛڈ : تنہٕ گٔذریو زمانا اکھ......

گُپاٗلی : مگر کتھ چھِ موٗجوٗد۔ زوہرا چھِ از تہِ زِندَے تہٕ بدالدین تہِ چھُ ڈوچُر ڈوچُر دِوان (وَدان) زوہرایہِ گیہِ زِندگی دغا دِتھ...... ژٕ روز اَتی بہٕ دِمَے زوہرایہِ نظر۔ از وُچھن واریاہہِ دوہے......
(نیران سپد سیٚود وِگہِ کِنی)

بانٛڈ : گُپاٗلی...... ٹھہراو کر...... گُپاٗلی (آلو دِوان دِوان بانٛڈ تہِ نیران)

(سُپاٹ چھُ وارٕ وارٕ گاشہِ رٕنگی کم کم گژھِتھ ژھیتہٕ گژھان تہٕ پتہٕ کِنی چھِ زوہرا پریشان حالتس منٛز کس تام رٔن ژھاران...... ژھانڈنچ کیفیت چھِ پسِ منظرچہِ موسیقی ہتی سرٕ گژھان...... زوہرا چھِ ننہٕ

وآرے اڈٕ وٕر زنانہٕ ہٕش باسان۔ کمیٔ تام انتظارن

ژٲپتھ ترٲوٕمژ۔)

(آلاپ چھُ پسِ منظرس منٛز چلان یُس درد

ناک کیفیت پأدٕ کران چھُ...... سو چھِ

ہَس کُن أچھ گری گری وُچھان...... (Cycloroma)

تٔمسنٛدِ حوالہٕ کِنیٚ چھُ (Cycloroma) ـکس پسِ

منظرس منٛز ریمپہٕ پیٹھٕ رٕوٗزِتھ گاشہِ سُپاٹس منٛز أکیے

جایہِ ٹھہرِتھ کُس تام زن. اسمانس کُن دوران تہٕ أمی ہنٛز

ژھاے چھِ گولایی منٛز (Cycloroma) ہَس پیٹھ

پیوان۔ یہِ نفر چھُ واریاہَس کالس دوران۔

زوہرا تہِ چھِ أمیے کُن وُچھتھ۔ پننہِ جایہِ

رٕوٗزِتھ دوان زِ یہٕ رٹہٕ ہَن یہِ دورن وول۔ دوشوٕنی

ن ہُنٛد رنگ چھُ الگ...... دورن وٲلس چھُ (spot)

سونہری رنگُک سُپاٹ تہٕ زوہرا چھِ ووزلس رنگ ـکس

سُپارٹس منٛز...... یہِ دورُن چلہِ مؤسیقی ہنٛدِس پسِ

منظرس منٛز تلٲت تام یلٲت تام ضعیف المعر

بدرالدین دَچھنہِ وِگکہِ یِنِیٛ أژِتھ نموٗدار سپد تہٕ اژٕ وارٕ وارٕ زوبرایہ ہِنٛدِس لایٹ سُپاٹس منٛز۔ دوشوے روزن وُچھان آسمانس کُن توت تام یلہٕ تام سونہرۍ سُپاٹ تحلیل گژھِ...... بدرالدین چھُ زوبرایہ اتھس تھف کران تہٕ دوشوے چھِ وارٕ وارٕ نیرُن ہیوان۔ زوبرا چھِ پلٹ نظر دِوان وِگکہِ یِنِس وآتتھ تہٕ اُمۍ ہِنٛدِ حوالہٕ یِنِیٛ چھُ سونہرۍ سُپاٹس منٛز بیٛیہ سُے کردار دوران روزان۔)

زوہرا: (سہتھاہ درد ناک آوازِ منٛز) ووٗنۍ کتہِ پھیرِ واپس۔

بدرالدین: گُس......

زوہرا: میٛون یاوٗن...... (نیرن تہٕ أتھۍ سِتی چھُ سپاٹ تہٕ یہِ کردار تحلیل گژھان)

(وارٕ ورٕ چھُ پردٕ وسان...... گُپالِ تہٕ بانڈ چھُ پردٕ نیبر کھوٗرۍ وِگکہِ یِنِیٛ نموٗدار (Procenium) سپدان تہٕ وُچھَن والین کُن شُکرانہٕ رنٛگی نمان تہٕ اپاری

واپس نیران......

(پسِ منظرس منٛز چھُ شہنایِی پیٹھ شُکرانہٕ وزان
تہٕ آخرس کم گژھان)





مکھن لال صراف صابس متلق موخصر لفظن منز پنٕنۍ رائے قلم بند کرٕنۍ چھنہٕ مینے ہوس اکس کم پایہٕ تہٕ کم مایہٕ تھیٹر کارٕ سند کانہہ ملنہٕ تھاوان۔ مگر یُس شخص میانہٕ لوکچار پیٹھے ریڈیو تہٕ سٹیج ذٔرِ تھیٹرس ستی لوی خوی تھاونہٕ کٔژ میانہٕ باپتھ خاص اہمیت تھاوان آسہٕ تٔمس متلق کتھ روزٕ نہٕ پنٕنۍ تاثرات لیکھنس پتھ۔

مکھن لال صراف چھنہٕ کاشر تھیٹرک صرف اکھ بٔڈ ذُکھی دربلی کہٕ اکھ اہم، سنجیدٕ تہٕ تھیکن لایق تھیٹر ساز یُس بیک وقت اداکارٕ چھُ، ڈراما نگارٕ چھُ تہٕ ہدایت کارٕ۔ یہ ہٕ ژ پاسل تھیٹر ساز شخصیت چھ سانہٕ ہمکال کاشرِ تھیٹرک اکھ بٔڈ سرمایہ۔

اداکاری منز سنیر، کردارن منز بیٹھیر، احساسا تن، جذباتن تہٕ خیالاتن ہُند گنیر ورتاؤن چھُ اکس تھیٹر ساز سُند بٔڈ فن یُس تس اکھ کامیاب تھیٹر کار بناوان چھُ۔ مکھن لال صراف چھُ یہ فن ورتاونس منز پوٗر خبردارٕ تہٕ ماہرٕ تہٕ ییلہٕ زن واریاہ کاشر تھیٹر کارٕ لہٕ حبس آگہی نش چھلیتھ چھِ تہٕ کیناز یہ حبس آگہی چھنہٕ صرف ڈراما گندنہٕ ستی یوان بلکہٕ تھیٹرس متلق گٔمبر مطالعٕ تہٕ ہمہ جہت تجربٕ بوستی پلہٕ پیوان۔

مکھن لال صراف چھُ پن ٹین واریاہن ہمعصر تھیٹر کارن منز لہٕ رنگی تہٕ سرس زیٕ رؤد تھیٹرس ستی سیتھاہ سنجیدگی سان شوقیہ طورٕ تہٕ پیشہ ورانہٕ طورٕ تہٕ پوٗرٕ ژ کھ سان وابستہٕ نہٕ کہٕ محض اکس سرکٲری اداکار یا ہدایت کارٕ سندی ژھ یتہٕ۔ سرکٲرٕ ملازمتس ستی ستی تھوو امۍ پنٕن تھیٹر جنون تھٔنے، کُن زندٕ تہٕ جوان یتھ، کُن اکھ پوٗز عاشق پنٕن عشق چھُ رچھان۔

موجودٕ حالاتن ہنزٕ چھلہٕ چھانگرٕ باوجودٕ تہٕ روٗد مکھن لال صراف کٲشرِ نیبر تھیٹرس لول بران تہٕ پنٕن جنون پھاپھلاوان۔ خودایہ پوشنانس یہ مٔرر۔ یہ دِینس رٕمہٕ ریٛشن آی۔ آمین۔

باغات برزلہ، سرینگر
7 دسمبر 2010

بھوانی بشیر یاسر